شمس کریم گتھاہ - دلہاو دندی بالیوبو



# کلامِ حبّہ خاتون

مرتبہ

ماسٹر اسد اللہ ساکن اندرواری نایدکدل

حسبِ فرمائش

شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب و مالکانِ

قرآن منزل مائیسمہ بازار امیرا کدل سرینگر

بار دوم ۱۰۰۰ | جنوری ۵۵ء | قیمت ۲؍

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم ط

## غزل نمبر (۱)

ژہ کمیو ٹوبہ میابہ ڑم ذت ہیو تھو ژہ کیازہ گیبہ میانِ دی
ژکھ تمہ اڈ لو ملالس چھوہم مہ ژی ژہ کیازہ گیبہ میانِ دی

باغس میالس ست پوش پھلمت کنھ جابہ ہیو بھٹھم ژی
مہ خبر فی چھم ولن چھوہم مہ ژی ژہ کیازہ گیبہ میان دی

نصف راتن برو کھ تھو میو بہ میابہ اڑو لالہ ژی
ژہ کوؤ و تہ میابہ آکھ شراوان ژہ کیازہ گیبہ میان دی

نن چھیس نادان جامہ چھیس پیران بالہ چھمو جانی دری
باولس ننیس ژہو چھیس داوان ژہ کیازہ گیبہ میانِ دری

تیر چھوک لایان ہا تیر اندازو تنھ سینہ داروی مئی
تیرو چالو پارہ پارہ کریہ می ژہ کیازہ گیبہ میانِ دی

شراون شبن زن لوگلان آئیس یادن بھو حسبئی ہی
چولوی باغ ستے ژی ولو چھاوان ژہ کیازہ گیبہ میانِ دری

ٹھانڈلان لوشس کوہین نہ بالن نوران آم بالہ دین
رنہ عزہ تمر چھوہم ڈلہ ناوان ژہ کیازہ گیبہ میانِ دی

اوس چھیس تراوان لو ژالہ ژالے مہ بالہ گوڑ ھم ژی
راہ کیا کھو لنخم چھوہم کوتہ ٹھانڈلان ژہ کیازہ گیبہ میان دی

عاشق گنرہ زن لیس مرہ بردنظرے
سُولانگک واتہ پانے مطلوبس

لیس مرہ شگری زہر تس گیاہ کرے
دن پرارہ یو پوشہ تھرن تل

بُرُم نکبیوژہ د توی سندر مالے
یہ غم گوم ترت یار و کری گیاہ

یہ حم ژام سرو قدسُی زارِہ نکہ سہ بلے
دن پرارہ یو پوشہ تھرن تل

## غزل نمبر (۳)

ہیرہ وژہای یمہ رژہ رژہای۔ سون وژہای گندلنے
دُلرچی گارڈہ کرژہای بسندہ زلاہ چھاونے

ژلیشہ ہرژی بیہ تور وژہای۔ سون وژہای گندلنے
بیندراز چی یندرہ مرژی۔ اندرہ لحجم بولانے

توسہ کٹ کٹ لوسہ مرژی۔ سون وژہای گنداتے
سو پورہ چی دانہ کرژہای۔ زینہ کدل ادچھانے

عینہ ہنگرے لاگت وژہای۔ سون وژہای گنداسنے
آسمانہ چہ پہ یہ وژہای۔ آب کوثر چھاونے

تنہ ناوت بیہ تور کرژھای سون وژہای گنداتے

یا دنتی توجم رژی تام توری نادس آم
چشمہ آسم ہندرہ شرائی سالو وژہای گت دلنے

ہلشہ دژم چہرہ دُوژای ۔ آشو لگوم مارشنے
چھہنہ خبر آسم کژی سالو نژہای گند لنے

حبہ خاتونہ میچایہ ہژی ۔ تمنہ آسس ہژہ رادان
تمنہ آسس نارہ خوتہ تژی سالو وژہای گند لنے

## غزل نمبر (۱۴)

ولو وادہ وَنے سونہ دماہ روز گنتھاہ لوز
گیمژ برہ کنڈین تل ۔ پھوجمژ بہ ہش ہمبر زل
تہن رتمژ سنٹھاہ تل دماہ روز گنتھاہ لوز

بوچھیس پوش کھٹیت ہٹ پن لوش ہن گوشس
ژنجو را و رامنتو ہوش دماہ روز گنتھاہ لوز

بوچھیس تل سرس منز کلہ نہ تلان گمئلن منز
دوان نہ دل ہلین منز دماہ روز گنتھاہ لوز

بوچھیس لعل صدرس منز پھیت گر تچھن منز
کران زور دلون منز دماہ روز گنتھاہ لوز

پھیت ہونز کاون منز پھیت بچہ وادن منز
پھیت خاتون گرادن منز دماہ روز گنتھاہ لوز

# غزل نمبر (۵)

پوشنور شمعس کریم گنتھاہ رتھاہ وندئی مالینو
بنبرزلہ بنبورس کریم گنتھاہ رتھاہ وندی مالینو
داو بلبلس پرژھان گنتھاہ یوت آگتھ کنتھہ پاٹھہ کریرک
ناحق پوشن کرتھ گنتھاہ رتھاہ وندی مالینو
ڈکھی شینن اُڈکھی رُودن اُڈ زمینہ تلی یور لو ورائی
رکتھ برہ گیبہ ہتن ہند ہتھاہ رتھاہ وندی مالینو
دنیا افسوس ژھوٹ چھی گنتھاہ بیتہ لو بقائی تی وُدن می
خاتونہ چھہ ہنیس رہ ہنز ہتھاہ رتھاہ وندی مالینو

# غزل نمبر (۶) دُوگانا

یوسف شاہ چک :- سندراہ چھہ دراف چھلتھ تہ چھو کنتھ رُود ملپیئے لوننہ لو
حبہ خاتون :- پادشاہم دل شاد تھاویو تا یھی کرے لوندہ لو
یوسف شاہ - کہنی گور چھک کیاہ ژہ ناو چھوی کیاہ ژہ کرام چھی لوننہ لو
حبہ خاتون :- گریس سنزہ کورہ گرلیتوی کرام چھم ژون مرنا ر چھوم لوننہ لو
یوسف شاہ - ژھاران لوسُس کوہن تہ بالن سُندراہ ڈیٹھم لوننہ لو
حبہ خاتون :- یلہ بیہ رحمس کیاہ چھس ونن کران چھوم آلو لوننہ لو
یوسف شاہ - شُودرس ڈنگل ڈنگہ یلہ وسان لعل ہت کھسان لوننہ لو

حبہ خاتون :- رژہ رژہ بینہ بیہ ژدل چھُس دوان ادہ کیھہ رٹان لو ننہ لو

یوسف شاہ :- شاہ شُند آلو کتھہ پرزہ ناوُنت کیم ژہ دِل منے لو ننہ لو

حبہ خاتون۔ گورچھُوی البتی دل چھُہ بینہ ڈنجے تناہ سنز گرائی چھے لو ننہ لو

یوسف شاہ :- شُندر شوبہ یک پادشاہ گرے

حبہ خاتون :- یمیشنز بو چھس نو کیاہ کرے

یوسف شاہ :- یلہ نہ زرے سو تیلہ مرے

حبہ خاتون :- پادشاہ یژھ کتھ دوجاہ کرے

یوسف شاہ :- ڈُڈر چھہ سارئی پوشنہ مزی دِل ماکر لیشے لو ننہ لو

حبہ خاتون :- پانے چھو واتان سیر سئی دیدس رگمی کرے لو ننہ لو

یوسف شاہ :- بلبل چھو چمن مشک ہیوان پھیران لنجہ لنجہ لو ننہ لو

حبہ خاتون۔ پریلہ پھٹس ویس ویس چھو ہیوان ژنجہ پوشنہ کھیوان لو ننہ لو

یوسف شاہ :- شمعس کنوئی پانپور چھو لمان ند چھوم برمان لو ننہ لو

حبہ خاتون :- دزنکہ بیہ سیت ژ چھوس شمان سنچہ اینچہ لمان لو ننہ لو

یوسف شاہ :- پوشن چھو گو شاہ کو نگس چھو جو شاہ رودم نہ ہو شاہ لو ننہ لو

حبہ خاتون :- ژنجی پھولیاہ چھہ کو لیجی پھولیاہ دوہ پولنشہ لو شاہ لو ننہ لو

یوسف شاہ :- ہیہ کیُن وگنیاہ لو ہنہ کیُن زوناہ دلکُن وکھاہ لو ننہ لو

حبہ خاتون :- وچھس چھو تلف لچھس چھو ٹھٹھاہ کیاہ کرہ سٹھاہ لو ننہ لو

## غزل نمبر (۷)

پوشہ لولو زیر کیاہ گیو۔ باغس اندر رنند رپیو
جانانہ پیٔر کیاہ پیٔو باغس اندر رنند رپیو
سوزہ دالیو سوز کیتو گیو باغس اندر رنند پیو
مستانہ رلو کیاہ گیو باغس اندر رنند رپیو
ژرٹ وُن بہ سُوز چھیو۔ باغس اندر رنند رپیو
دلس کیاہ پر یہ وُن چھیو باغس اندر رنند رپیو
رازدان یور بیو۔ باغس اندر رنند رپیو
آرہ دُل پیراوان چھیو باغس اندر رنند پیو

## غزل نمبر (۸) دوگانا

(یوسف شاہ) وُچھو پمپوش ڈُلن چھُو امار چالو
حبہ خاتون:۔ وُچھو پوشہ لبن چھُو شہجار چالو
یوسف شاہ:۔ وُچھو پوشہ وارین چھو سبزار چالو
حبہ خاتون:۔ وُچھو گلن تہ بٹہ پوشو چھو خار چالو
یوسف شاہ:۔ وُچھو گکون تہ چھُو رفتار چالو
حبہ خاتون:۔ وُچھو کوتاہ چھو دُرگ بازار چالو
یوسف شاہ:۔ وُچھو شوبان کیاہ چھو رخسار چالو
حبہ خاتون:۔ وُچھو دل مییون چھو یادگار چالو
یوسف شاہ:۔ وُچھو دین تھر لو چھو رٹمتو نار چالو

حبہ خاتون:- وُچھو ساز وسنطور چھو گفتار چون
یوسف شاہ:- وچھو پوشہ تولہ ڈھایہ چھو بار چون
حبہ خاتون:- وچھو روزہ پتہ وَت ناو یار چون
یوسف شاہ:- وچھو بادشاہ ہیتون گژھن سردار چون
حبہ خاتون:- وچھو پتھ ژلن چھُو کردار چون

## غزل نمبر (۹)

کھسان بلہ گیوان چھُوک ہیور ہیور لمان چھُوک
کھسان ییدر تارے نارہ بلہ ژٹان چھُوک
بہت گل نیرتھ بلہ مدریر چھکان چھُوک
ژہ سار سئی ہوا وس زوُ زَن یوان چھُوک
کران کم ژہ کِنہ پاشہ دور بہ رٹان چھُوک
ہیو سوزہ والیو ولئی ہیتھ ژلان چھُوک
بہت گل گزن بوُ ننئی چھُو کنہ ہاوان
ژھوٹی جایہ رَژھ ژھوٹی ساز وسامان
کمندہ ولن ییتھ اتی چھُوک ژہ لایان
گرت لستہ وَنتہ ییتھ پتھر چھک ژہ پاوان
پھرت سارنئی گرحسی ہیتھ ژلان چھُوک
ہیو سوزہ والیو ولئی ہیتھ ژلان چھُوک

چھہ تمنّا کرامت یہ پان چون گوتاہ
پزی ڈیکہ میوٹھاہ یہ سوز چون گوتاہ

بیمارن ٹلان تھووا رئن اَلہ راوان
نبن منز کلئن نہ گنڈن فیفلا وان

یہ کیو تہ آب حیات ہیٹہ منز کڈان چھک
ہیو سوزہ والیو ولئی ہتیھ ژلان چھک

ومان چھک ژہ کمہ چالہ روگہ روگہ ژلان چھک
پژھن کانچھن والین پوت کیازہ ہیوان چھک

برنہ پیالئی مس پان گوت کھٹان چھک
ہیو سوزہ والیو ولئی ہتیھ ژلان چھک

لولہ ہوت بہ آلو صبحس دوان چھوک
ژھنتھ ولنئ تھپ پنہ کنہ گرڈھان چھک

ژہ وگنئن ہندئن ہٹئن منز لسان چھوک
اکی کریکہ عالمس رزہ زن گران چھوک
ہیو سوزہ والیو ولئی ہتیھ ژلان چھوک

## غزل نمبر (۱۰)

پکان چھوک ٹکان چھوک دوان چھوک کھمان چھوک
ژہ گوت اور ہلان چھوک ژہ گوت اور گرڈھان چھوک

یہ کیاہ وچھ ژٹان چھوک ژہ کس گتھ گران چھوک
یہ کوت لارِہ لدہیو ژلان چھوک پکان چھوک
کھوبہِ منز ژہ اوُسک بہتھ شینہ مانین
یہ کیو تھ نار گنڈنے ژھٹان چھوک نٹان چھوک
وسان چھوک سہاہیو دوان چھوک دماہ زِن
یہ کوت متوہو ساہ ہیو رزِ ہےنتیجہ ژلان چھوک
ژہ مالولہ نارنے دودک میہان پاٹھی
ژہ ماحاصلِس ژودھ پیوی میہان پاٹھی
ژہ ما اندری ژئنہ گییے میہانِ پاٹھی
توَے ما ژہ لوزہ بوتھِس منز منتھان چھوک
گژھن کوت مسافر ژہ چھوی روز ساتھاہ
پکن چھے ژہ خصلت قرار کر ژہ ساتھاہ
بٹونڈاہ ژی سپھر تھاو از روزہ راتھاہ
یہ کوتاہ کلس دلِتھ کفن زن پکان چھوک
ژہ ما لوٹ کورہے پنہ نیوی تھایو
ژہ ما نزلیشہ پوو ہکھ لوب کیوخدایو
ژہ ماتبنلو وہک ژھایو تہ گرایو
لوَے یا بیزلو متو پکان چھوک ژلان چھوک

---

## غزل نمبر (۱۱)

کھونہ مہنز لو للہ وت ژہ غم غوارہ اتی روز
بریم مس کھاسی ژہ دل دارہ اتی روز
قدم تھاؤ ژہ دماہ سہ بانزا اتی روز
لسہ شوایہ سٹہ ہنیتھ وکے دیون اتی روز
دلو لور ژہ پت پھیر ژہ کوٹ اور گرٹھان چھوک
ژہ کوٹ اور برمان چھوک ژہ کٹ اور نمان چھوک
ژہ وچھہ گاہ نزاوان پھوسبزار ون منز
ژہ وچھہ ژہنگرہ ماران پوین کیاہ سرن منز
گرٹھان دورہ آلو زن پھوم کنن منز
گران خاتونہ آلو کمتانِ ون منز

## غزل نمبر (۱۲)

مہ کنر ژی کنت پوشہ وسوالو
چھاؤ میانِ دانہ پوشس
بوچھیا زین ژی اشنا لو
ژی سبیرس ہاہر پوشس
بوچھیا لغنر ژی نیز مالو

چھاؤ میاںِ دانہ پوش

بوی چھپیا رحل ڑی قرآنو

پر لوک تہ تھاو تھم نہ ہوش

بیدہ کونِہ گڑھکنا ہاقرآن خوانو

چھاؤ میاںِ دانہ پوش

بیلہ مٹھوی ڑونگ زالنوئے

بالے دو دمنہ ہوش

بو چھپیا کا نھڑ مالہ ڑی یکیالو

چھاؤ میاںِ دانہ پوش

رنگہ رنگہ بانہ بلہ تھرام کرالن

بن بین کرنک نقوش

گینہ درائی ہٹل گل گینہ جانالو

چھاؤ میاںِ دانہ پوش

زارت الوئے چھمبہ مبالو

جانانہ مہ ما دوش

موج دِت خانونہ چھہ دنات پالو

چھاؤ میاںِ دانہ پوش

## غزل نمبر (۱۳)

بیتہ لو ہینہ لو ہینہ لو بال گنجس مو ہینہ لو

ولہ یارہ گگرٕھو برے چھُوکھے لاستھم ترے
سمسوٗ واتہِ میلنے خبرے۔ ولو میانہٕ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ وسوٗ لون تہ کنہ گوٗی دمیوٗ سون تہ
سُون میون دُون فہرن تہ۔ ولو میانہٕ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ گگرٕھو شاد پور۔ وابنہٕ ترادے ہانزٕ دولہ
سندہ واتہِ چھلیو الف کھور۔ ولہ میانہٕ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ لاحبس یامن ژہارت شہرن تہ گامن
یکھنی چاک دنہ جامن۔ ولہ میانہ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ سرمنہ سازس موما حبس نہ سازس
کھوژ تولس بے نیازس ولہ میانے پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ دنیا چھو خواباہ حاصل کرہ کینہہ ثواباہ
پھوری نتہ بھو جواباہ۔ ولہ میانہ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ ماذو نمازے ہونہ ادہ اَسہِ ما مازے
کر توبہ نکرس تہ بازے۔ ولہ میانہٕ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ دموٗو ناداہ۔ خضر نہ بلہ دیداراہ
نبلیس گرو ذارہ یاراہ۔ ولہ میانہ پوشہِ مدہ لو

ولہ یارہ دیٔ تراوٗ میانی چھم منہ کامن جانی
آخر چھُو دنیا فانی۔ ولہ میانہ پوشہِ مدہ لو

ختم شد

ہر قسم کی سستی اور بارعایت کتابیں

ملنے کا پتہ

# شیخ غلام محمدؐ اینڈ سنز تاجرانِ کتب

مالکانِ قرآن منزل مائیسمہ بازار امیراکدل سرینگر کشمیر

